# بھگتی کُسُم

گوڈُنیک پوش

سروانند کول پریمی کاشمیری

BAKHTI KOSAM By

SARWA NAND KOUL PREMI KASHMIRI

لیلاکار : سروانند کول پریمی کاشمیری

کاتب : الحاج فاضل کاشمیری

تعداد : پانژہ ہتھ

پریس :

آرمبھ کرنک دوہ : گورُڈ دوس - ماگہ زُونہ پچھہ دہ ی
۲۹ جنوری ۱۹۷۹ء آٹھوار

میلنُک پتہ :

۱. شری رام کرشن آشرم شوالیہ سری نگر۔
۲. شری موہن لال در - لیلا کنج اندرا نگر - سری نگر۔
۳. شری راجیند پریمی - پریم آشرم صوف - گوکرناگ - کشمیر۔
۴. شری ارجن دیو دودا - جواہر نگر - سرینگر
۵. شری کنہیا لال ذور - راجینا سٹور ناگہ بل - اننت ناگ کشمیر۔

موّل : ترٛے روپیہ ۳ RS 3/-

# اَرپَن

پُوز نیہِ نیٚنیٚ جی

تہٕ

ٹاٹھِس پاپا جی یَس

ہِموٚنے لۄکچارِ پیٹھٕ پۄز لول بوٚر۔ وِزِ وِزِ روٚچھہَس

تہٕ اَتھہٕ رۄٹ کوٚرہَم

ارزان دیوس یُس ہمے تٕو دیہٕ تا جی پیٹھٕ ستی ستی رُود

تہٕ

پنٔنِس اَردٕ شریکَس: ووآپہ

یوسہٕ ہمے اَرتا جی پیٹھٕ پزٕ پۆرہٕ تانبے یہ۔

پریمی

# وِنتی

یِمہٕ چھِہ میانہ سوکھ دِرامژ لیلایہ
یِمہٕ چھِہ شُردھایہ تہٕ بھگتی پوٗرن

لیلایہ چھِہ ژھوچہ تہٕ سوچہٕ، یوٗد وَے زِیچھرِ کِنی چھِہ ژھوچہ
مگر اَرتھہٕ کِہ سِنزرِ کِنی چھِہ سوچہ۔

یوٗد وَے پرَن والین ٹارِ لگَسَن تہٕ منٛنٛن پڑیَن ہیٛلہٕ کرِتَن میٛے
تہٕ آہیا۔ رُت کانچھتَن تہٕ پوٗز لولاہ بَرِتَن تہٕ کرِتَن میٛے تہٕ پنہٕ دَیا!
میٛے چھُہ یِمَن لولہٕ کوٗسمَن مالہِ تارِنہٕ وِزہٕ اَکھہٕ رِژہٕ تہٕ پزِ کتھ یِژون کِنہٕ
تھومژ زِ:۔

گوڈنیتھ چھِہ میٛے گوٗرِ دیوس (یُس یَس آسہِ) آرادھنا کرمژ۔ کیازِ

گوٗرُ چھُے برھما، وِشنُو تہٕ مہیش
گوٗرُ چھُے سارِی زِندگانی اُپدیش
گوٗرا پانَے کال تے دیش
گوٗرِ پی وَنی پی دوٗد یِلیش (نیپی)

تمہٕ پتہٕ ییٛلہٕ دِیہ سِندِس دربارس منٛز، یُس سیٛٹھاہ تھود تہٕ بوٗڈ دربار چھُہ، اَژنک
سنٛز کران چھِہ، گوڈ چھِہ امہٕ دربارک، ڈیڈی وانی سیرِ داتا شری گنیش جی بتہٕ یوان

امہ کنی چھ اسی سنز تیتھا ۔ دربارس اندر ازتھ چھ **شو** تہٕ **شکھتی** سندھان۔ تہٕ
اوڑ بھگوان **شنکرس** زار پار تہٕ پتہٕ زلگت امبا ماتا شکھتی وہنے پرنے
مئے چھ یشہ دیوی شری **شارکا بھگوتی**۔ امہ کنی چھ شارکایہ زوریم پوش ارپن کورمت
ماجہ بھگوتی یتھ روپس اندر **کوسم** لاگ ۔ سے روپ ییہ برونہہ کن۔ پوز شردھا
تہٕ بھگتی سیتی امہ پتہٕ مریادا پورشوتم بھگوان رامس لول بوریت۔ یس ستیہ یگ
اوتار چھُ۔ یُس **کوشلایہ** نش زیمس آو ۔ **دشرتھ** راژن **رام** دوہ راجہ
کیکی ہندس وننس پیٹھ اٹھہ **سیتا** تہٕ لوٹھ دوہ رلوے **لکھمن** ہیتھ
زوہ دہن وری ین ونواس گو ۔ سیتا یہ ہندِ خاطر راونہ سوہ سنز **لنکایہ**
نار دیاوتھ بھکت شرومن **ہنومانہ** سند لول بجااون تہٕ پھیرتھ **اجودھیا**
واتھ پرزا رام کرتہٕ سوکھی بناو ۔

پتہٕ بیلہ دواپر یوہ گہ کس انتھس تہٕ کلہ یوہ گہ کس آدس منز شری کلایہ
سوس بھگوان کرشنن دھرمچہ تھاپنایہ، ادھرکہ وناشہ تہٕ سادن تہٕ سنتن
دوہ دھارنیمتی **دیوکی** نش زنم ہیتھ **ننددگوہ** گرہ گوکلس منز بالہ لیلا ناو
کاندینہ رچھاتھ تہٕ گوپین ہندین گرن منز دوہ دژور تہٕ **تھنہ** ژور کرتہٕ
متھرایہ پتہٕ **دوار کایہ** راژسی کرتھ دھرم کھوجی کورو لیترس اندر دیتیہ
میائی گور دیو مہاتما **گوپی ناتھ کول** مہاراجن ۱۷ جنوری ۱۹۵۳ء ہس منز

یِمَن ترٛہیِ ترٛوٕ) مہابھارت رچاوِتھ کوروٚ ناش اُرتھ پانٛژن پانڈون وجے پراوناو
تہٕ یِہ سورٕے اندٕ واتہٕ ناوِتھ انتر دھیان گے تس بالہٕ گوپالس شیِم پوس شیٖر
لوگُٕت۔

امہ پتہ رٕو پہ بھگوانٛ رِیوسہٕ ناچہ شارٕ گایہ ہٕزٕ اوتار چھ یِمن
سُسیم کو (سیم دیاتِیَن) ہٕزٕ سَتیم دوہ پادٕ کملن ارپن کرِتھ بھاوناگرمٕژ۔
کاک صاحبس (مہرزٕ کاک) ییٚم ہیٚنز امرت وانی ہانگل گونڈ (بیتہ میانی
اردٕ شریٖرہ وقت نایہ زنم ہوٚت ممت چھُ) ہیٚبرٕ زٕھمژٕ چھ یِمن بھگتہٕ بھاو لوومُت۔ امہ
پتہٕ شری رام تہٕ شری کرشنہ سُند کلہ یوگہٕ کس اوتار پرمہ ہمس رام کرشنہ
سُندی گیت گیوٚ ہنٛدی تہ انتس ییتھ کلیان کاری دیاساگر بھگوان شنکرس
اُگنیا ہیتھ ییٚیہ دیایہ ہٕند دان منگتھ یِمن انوگرہ کرِتھ آس۔ آس ہٕند گاش
جرِتھ تہ پتھٕ ڈانٛسہس بھگتس پرمیش گرہ گرسے ناوس ناو گرِتھ وہنی کرِتھ
لولہ کوسمن ہنٛزٕ یہ پریمک بھگتی کوسم اتھ برٕ ونٛہ کنِ واتہٕ ناوِتھ رٕژ
تہٕ پزٕ ول ژٕڑمٕژ۔ یمن سارنے لیلاین منٛز چھُ دھیانہٕ دارنایہ ہٕند
آنند تہٕ سیتی۔ رژھا سینہ نک تہٕ پھٕٹمژٕ ہرد یک آس چھُ امیک موٗل۔

دیا ہرِپا انوکمپا تہٕ رٕچھیا۔ نتھا اتو:۔

پریم آشرم۔ صوف کو کرناگ کشمیر۔
۱۳ رمئی ۱۹۷۹ء

سروانند کول پریمی کاشمیری

# اوم لیلایہ

# گوردیو

شتتر سنکرات
۱۴/۷۹

پریم آشرم صوف

گورِ دیو! لگیو پہیوشہ پادن نادن مہیانِن تھوتم کن
وآئی کرہ پورہ وُنہ چھے آدن نادن مہیانِن تھوتم کن
لوگچار لاریوس یادن رائیں دھنی پیوس پایس الو گرہ چون
رچھ چھم کرمش لولہ سموادن نادن مہیانس تھوتم کن
وزِ وزِ کرہ تھم دیاہ درشٹی امرہہ ددی ہس ترآو
کرتم کھمائشرے اپرادن نادن مہیانن تھوتم کن
سنہو کھ روزتھ اتھہ رٹ کرا تم لالو! ورتم دوکھ چھم چون
پآری پآری اگہ ہے سنتن ترسادن نادن مہیانن تھوتم کن
دوہ راتھ ستھ چھم چآئی لالو رٹہہ تھ تالو درشن دآو
برتھ پرتھ پور چھم آشر وادن نادن مہیانن تھوتم کن
شش چون رٹیم تر ناگ چھے شرنہ ستھ دِتھ روزتھ ژیئے
نو نو ورزیا لگی ناگہ رادن نادن مہیانن تھوتم کن

لیلاں کُنج اندرانگر رینگر۔ ۱۲/۸/۲۱

# بھگوان شنکر

کاستم بھبہ تے گشٹن زالو۔ ترزگت پالو بونے جے
متہ مُشراونم لالہ بیمہ چالو۔ ترزگت پالو بونے جے
ترزگت پالو! دین دیا لو
ترزگت پالو! بونے جے

ناگی چھے سرفہ بالہ جٹہ گنگا وسان۔ ژندرمہ پرزلان دین کیو راتھ
برشبس کھسی کھسی چھکھہ دوان ڈالو۔ ترزگت پالو بونے جے
ستی ستی چھے وو ماہی ناٹھہ شنکر۔ گنگا درچھکھہ دھیانس منز
بسماد چھے کم کم چالو۔ ترزگت پالو بونے جے
کیلاس پربتہ واس چون شمبھو۔ داس چون نزری بروہہ کنہ زیو
اتھہ روٹ کرتم پانے لالو۔ ترزگت پالو بونے جے
منہ ناتھہ پریمی چھے لولہ سالو۔ ہی دیا والو کاس اسہ غم
لولکی کوستم تہ پریمچہ مالو
ترزگت پالو بونے جے

---

# ژٕری شارِکا بھگوتی

ژُکری شوٗرِ چھیک پربتہٕ ہٲرِی - ماجِ شارِکا ییہ زارِی بوز
میٚے تہٕ دِتہٕ سارِنے بُروٗنٹھ الوٲرِی
ماجِ شارِکا ییہ زارِی بوز

---

شرنے آیہتی پھیوشہٕ پادَن - نادَن سانِن بوزان ژٕے
بھکتن ہنز چھیکھ رٕکھیا کارِی
ماجِ شارِکا ییہ زارِی بوز

---

ہشٹا دشہ بُزِ چھکھ سانی ماتا - ژٕے سانی داتا' بڑاتا ژٕے
ژٕے چھکھ پیتا تہٕ باندَو سارِی
ماجِ شارِکا ییہ زارِی بوز

---

سِید پیٹھ ژٕے چھکھ ماجِ سِیدِ دَاتِی - یُس اوے نِشہٕ تُس کارِس تارِ
پریمکو سَم لاگے ژارِی ژارِی
ماجِ شارِکا ییہ زارِی بوز

دادِن سانِین واتان ژٕے چھکھ بعتی سیتی اَتھ ڈوٹ چونے ماجی
درشٕنی ترٛاوتم لولہٕ اُنہٕ سارٕی
ماجِ شارِکا یے زارٕی بوز

---

ژٕے چھکھ اَمبا، ودہ ما، دُرگا، زالا، راگنیا، سرسوتی ژٕے
ژٕے چھکھ شواہ سمہہٕ سوارٕی
ماجِ شارِکا یے زارٕی بوز

---

پٔرمی پادن سنتن تہٕ سادن، چونے دھیان تس وچھن کیو لتھ
یادن سور لوس اوش ہارٕی ہارٕی
ماجِ شارِکا یے زارٕی بوز

---

پریم آشرم صوف     ۱۰ار جنوری ۱۹۷۹ء

# شری رام

(نزدِ نگروٹہ جموں (لبسہ منز) ۱۳ار فروری ۱۹۷۹ء ۲/۱ ۷ بجہ شام -)

---

رگو کولہ کے شامہ رنگہٕ ہی شامہ
رامہ رہیہ ہماکھنا بیٚیہ اوتار
دو دلو چاوہتھ پانے دامہ دامہ
رامہ رہیہ ہماکھنا بیٚیہ اوتار

---

دشرتھ راز نہ ہی ٹاٹھہ شری رامہ
جامہ چانٕی شوبان کیاہ شوبہ دار
کوشلایہ ہند چھکھ سنتان لشکامہ
رامہ رہیہ ہماکھنا بیٚیہ اوتار

---

رکھپال آم ستارو سکھ تیٚے رام
گیہ منز شری رامہ کاس اندھکار
راون گالہٕ زلو وتھ بیٹھہ صبح شامہ
رامہ رہیہ ہماکھنا بیٚیہ اوتار

لکھمن ناو چانہ پڑاون موکھتی
بھکتی چانے تمی لوٗب تارہ
سنزلوٗن بوڈ کھیوو تھن نہکارہ
رامہ رٔیپہ ہیکھنا بٔیپہ اوتارہ

---

ساتہ ساتہ یُس سو بہ ناو چون انزن
چھا دوان تمی بے کارس تارہ
بھکتین ہند شرو من ہوٗان سٕہ
رامہ رٔیپہ ہیکھنا بٔیپہ اوتارہ

---

وانز سیتا سُدرس تارِ ونہ
لنکایہ راونہ دیو وُتھ نارہ
نارہ منز سیتایہ اوتار لوٗن دِرہ
رامہ رٔیپہ ہیکھنا بٔیپہ اوتارہ

پرمی پھپوشہ پادن ہیکھ دمہ۔ چھمہ نا وزِ امر ہتہ دارہ!
سادن تہ سنتن ستِ سنتی پریہ دھارہ
رامہ رٔیپہ ہیکھنا بٔیپہ اوتارہ

---

پریم آشرم صوف ۱۱ر جنوری سنہ ۱۹۷۹ء

# شری کرشن جی

سنہٕ ہنہٕ پژزلہٕ ہے میانِس پانس ۔ کرشنہٕ بھگوانس جے جے کار
کرشنہٕ بھگوانس تہٕ شامہٕ رنگہٕ پانس
کرشنہٕ بھگوانس جے جے کار

پمپوشہٕ نیتھرو نظراہ کرِ ہے ۔ ورِ ہے دامس بھگتی سان
اَو گرٕ کرِ ہے آنس آنس
کرشنہٕ بھگوانس جے جے کار

سوندر رسہٕ پیچھہٕ سِریہ موکھ پرزلان ۔ ڈیکہٕ ٹکہٕ موکٹہٕ زرتان کمیاہ
پاری پارہٕ وَ لگھس شامہٕ رنگہٕ پانس
کرشنہٕ بھگوانس جے جے کار

موٗہیت کرٕی کیاہ بنٛری ناوَن ۔ داوَن مہیانِن منوہر دوت
رٕی چھیم تمٕہ سنٛز تانس تانس
کرشنہ بھگوانس جے جے کار

کرکملن منٛز پمپوش ژوبان ۔ گدا تہٕ ژکر شینکھ زوتان چھی
ہر دیس کو سنتب ال جانانس
کرشنہ بھگوانس جے جے کار

گوٗپی ناتھ تے گوردھن داری ۔ زاری بوزن ووِلاہ سے
انتھ روٗٹ گوپال داو طوفانس
کرشنہ بھگوانس جے جے کار

پریمکی موٗہیت رٕنفس چانس ۔ میانس کارس تارِ ومسہ
پریمک امرِتھ بانس بانس
کرشنہ بھگوانس جے جے کار

# روپہ بھوانی

جے جے چانِس روٗپا ناوس

بھاوس ماجی وندے پران !

نتیبنل حلھ تہ و منہ آدم ناوس ۔ بھاوس ماجی وندے پران

بھاگیہ ستی ییس کرِ چانی سمرن ۔ تس لگہِ ماجی بوہ پر تار

تس نیرِ پانے منہ کے ناوس

بھاوس ماجی وندے پران

پزی پانٹھ ماجی ناو الکھ چھے ۔ چانین ناون چھا شمار

کمی زون بھا چانِس ناوس

بھاوس ماجی وندے پران

کل یوگ ولنے آمت ماجی ۔ ماجی وٹھ گیہ اپنِس ستی

پانے موکلا نتہ لگی داوس

بھاوس ماجی وندے پران

دَھرم ، ارتھ ، کام ، موکھی دارا ۔ تارِ سِندرس پانے ناو
پمپوش ڈلہٕ کےٚ ناوس ناوس
بھاوس ، نآجی وندے پزان!

---

ناتا ژےٚ اَسہِ کشتہٕ گھے کر ۔ پرزلاو تانگہ آکاشس
زیٹھ پنٕم دوہ زوٗن چمکاوس
بھاوس نآجی وندے پزان!

---

مُکھتی داتا ، شکھتہٕ سوٗرہ پا ۔ رَگتہٕ اَسیا پانے چھیکھ
دھارنا پہ دھیانس پان موکلاوس
بھاوس نآجی وندے پزان!

---

پٔرمی پیوٗست پادن چھانس ۔ وادن پانے نظراہ کر
سنتن تہٕ سادن تھزراہ پٕراوس
بھاوس نآجی وندے پزان!

---

پنجابی یونیورسٹی کیمپس پٹیالہ (پنجاب) ، (چونی لال سالیہ نواس) ، ۱۷ فروری ۱۹۷۹ء

## میٖرزٕ کاک (کاکہ صاب)

کاک صابہ مینہ چھم چونے ناوس۔ بھکتی بھاوس پارٕی اَگے

سمرن کرٕتھ چانس ناوس۔ بھکتی بھاوس پارٕی لگے

دٕنیتھ آسی ییتھ کُھ اندھکارٕی۔ ماٖرن ہینہ ہینہ اتھ رٹ کرہ

دٕزِون نفٕ چھس ہرٕ باگہ واوس۔ بھکتی بھاوس پارٕی لگے

ڈوکھ چھم چونے دٕزِ دِنہ لالو! بالہ گوپالو! وندیو پٕران

جے جے کارس کلہ نوترٕاوس۔ بھکتی بھاوس پارٕی لگے

گورٕ دیو تے چھکھ آتما میانی۔ ستکہ گاشاہ گرٕ گرٕ ناو

اتھ رٹ چونے ییتھ سمرٕاوس۔ بھکتی بھاوس پارٕی لگے

پریمی اٗرپن دینہ پنہ پادن

سادن سنتن آلو چون

کاکہ صابہ نٕرس پھلیہ چھاوس

بھکتی بھاوس پارٕی لگے

پریم آشرم صوفی شم رن گوروٗ مہاراج مہاتما گوپی ناتھ کول۔

اوٗل اپریل ۱۹۵۹ء (ژٕتر زونہ پچھ پاٗرشم)

# پرم ہمس رام کرشن

کرشنہ سند تہ رامہ سند چھکھ ژٕ اوتار
رامہ کرشنہ پرمہ ہمسہ چھےٚ نمسکار
وزہ وز بھگوانہ جےٚ جےٚ کار
رام کرشنہ پرم ہمسہ چھےٚ نمسکار
گٹہ منز ہو وُتھ پوز گاشاہ
بھاگین ہنز چھکھ ژےٚ آشاہ
ستہ کےٚ کیہ یوگہ موٗلا دھار
رامہ کرشنہ پرمہ ہمسہ چھےٚ نمسکار

شوٗنگمت زگتاوزہ نووُتھ!
نوٚی یابھ اوتار ژیٚی ہووُتھ!
نادچون بوزہ چھےٚ ناوتارہ!
رامہ کرشنہ پرمہ ہمسہ چھےٚ نمکا

دکھنیشور[1] کے ہی بھگوانو
گور دیو نیرن[2] سنتانو
زگتس چونے پوز آدھار
رامہ کرشنہ پرمہ ہمسہ چھے نمسکار

زگتک ژے چھکھ توٹھ رکھپال
نادچون سور لیس تس ژھینہ زال
انوگرہ چانے وسہ بھو مہ بھار
رامہ کرشنہ پرمہ ہمیشہ چھے نمسکار

آدتے انت چھکھ سورے ژے۔ برہمن مرزان تورے ژے !
ژہ یمیس دیاچانی جیون سار
رامہ کرشنہ پرمہ ہمیشہ چھے نمسکار

نوٹ:۔ ۱۔ دکھنیشور۔ کلکتہ پیٹھ ۴ میل دور گنگا یہ بٹھس پیٹھ مہاکالی ہند مندر۔
۲۔ نیرن۔ سوامی ویکانند سند لو کچارک ناو۔

لیلا کنج۔ اندرانگر۔ سرینگر۔ ۲۱ جنوری ۱۹۷۹ء

# بھگوان شنکر

کارَس تارِ دِم ہی دیاسا گِیہ
شَنکر پَنہٕ نٕے اَنُو گُرہ کَرَ
سارِنٕے لوٗگمُت ہنگہٕ ہنگہٕ مَر مَر
شَنکر پَنہٕ نٕے اَنُو گُرہ کَرَ!

---

پُرٕی پُرٕی سورِیوس دوہٕ نٕی کوتاہ پَرٕ
پَہرٕنَس پرٕنَس وِبستار دِم
دَنتَم کتھہ پاٹھٕ دوہٕ نٕی اَٹھَم دَرٕ
شَنکر پَنہٕ نٕے اَنُو گرٕ سکَرٕ!

---

دَھرمَس تہٕ دانَس نٔھقَے اَدٕسَرَ
کرٕنَس تہٕ گرٕنَس گاٹھتی گیٖر
تارَس لوٗسہٕ نَو تارِ دوہٕ نٕی تَرِ!
شَنکر پَنہٕ نٕے اَنُو گُرہ کَرَ!

بٔنیہ سُند دوٚ کھ دود کھٹہ پآٹھٕن ذٕر
ذَرٕ ذَرٕ سوٚنٛبرٕم کوتاہ ...... زَر
ذَرٕ ذَرٕ ذَرٕ ہے وَنتم کیٛاہ زَرٕ
شَنکرٕ پَنٕہ نٔے اُنوگٕرہ کَر !

---

آشَن آشَن گاشا بوجَرٕ
آشوٚ آشوٚ وَندہَس پرٛان
شرٛان کرٕناوتمَ ہی گنگا دَرٕ
شَنکرٕ پَنٕہ نٔے اُنوگٕرہ کَر

---

پرٛیمِی مَنٕسے کوسمَن مالہٕ کرٕ
سادَن تہٕ سَنتن لاگے پوشِ
گَرٕ گَرٕ گَرَسے ناوَس ناو گَرٕ
شَنکرٕ پَنٕہ نٔے اُنوگٕرہ کَر

---

جوگی گیٹ جموٗں - ٦؍ مارچ سنہ ۱۹۷۹ء زوٗنہٕ پچھ آٹھم (شانتی گرہ ۹۱-اے پی)

# کٔشیرِ اَندر کَنٛدٕ دوٚہ تہٕ کٔرٕ

١۔ گوٚرُ دیو مہاتما گوپی ناتھ کول پرٛیم آشرم۔ شوپور گوکنہ ناگ۔ کٔشیر

١۔ زرٛم دِین :۔ زٕتہٕ زوٚنہٕ پچھ پانژم۔

٢۔ شرادھ :۔ ماگہٕ زوٚنہٕ پچھ دوہ بیٔ

٢۔ سپدانشری گنیش جی :۔ گنپتہٕ یار۔ سرینگر۔

گنہٕ ژوداہ۔ وہکہٕ زوٚنہٕ پچھ ژوداہ۔

٣۔ بھگوان شنکر :۔ ١۔ امرناتھ ٢۔ تھجی وور دچھ پارہ کٔشیر

شرٛاوُنہٕ پونم تہٕ شوراترِی (ہیرٛتھ)...... سارِنٕے گرَن منٛز۔

٤ مٲج بھگوتی :۔

١۔ شارِکا۔ ژکرِیشور (ہٕریٛت) سرینگرٕ ہٕری اٹھم (چاگنہٕ گٹہٕ پچھ)

٢۔ رٲگنیاہ۔ تُلہٕ مُل (کھیر بھوٲنی) سرینگر۔ زیٹھ اٹھم۔ (زوٚنہٕ پچھ)

٣۔ زالا۔ کھرو۔ ہارٕ زوٚنہٕ پچھ۔ ژوداہ۔

٤۔ شوا۔ اُکن گوم (دیرنگ)، اَشدٕ زوٚنہٕ پچھ نوم تہٕ مَنٛزٕ زوٚنہٕ پچھ نوم

٥۔ دُرگا۔ سارِنٕے گرَن منٛز۔ دُرگا اشٹمی۔

اَشدٕ زوٚنہٕ پچھ اٹھم تہٕ زٕتہٕ زوٚنہٕ پچھ اٹھم۔

۵۔ شِوٕ رام :۔ راٹھہ ژٕھدرن۔ سرینگر۔
راتہٕ نوم۔ زٕتہٕ نٕوٕنہٕ چھِہ نوم۔

۶۔ شری کرشن :۔ شارِکا بھون ہتیتل ناتھ سرینگر۔ تہ
ساوِ نہٕ گرن منز۔ زٕٹھہٕ ستم۔ جنم اشٹمی۔
(بھادرہٕ گٕتہٕ چھِہ آٹھم)

۷۔ روپہ بھوانی :۔ وٕہدر۔ نوٕ وکدلی۔ سرینگر۔
۱۔ زنم دٕہن :۔ زیٹھہ ہپتم۔
۲۔ شرادھ :۔ صاحبن ہٕنز ستم (ماگھہ گٕتہ ڈیچھ ستم)
(اسکوٕر سنبل۔ کامری چھِہ ستم

۸۔ میٖرزہ کاک (کاک صاب) :۔ ہانگل گونڈ۔ کوکرناگ۔
۱۔ زنم دٕہن :۔ ژیٹھہ گٕٹہٕ چھِہ پانژم۔
۲۔ شرادھ :۔ زیٹھہ گٕٹہٕ چھِہ دٕہے۔

۹۔ پرم ہمس رام کرشن :۔ رام کرشن وِولکانند آشرم۔ شوالیہ سرینگر
۱۔ زنم دٕہن۔ پھاگنہٕ زونہٕ چھِہ دہ۔

# مہاتما گوپی ناتھ کول

(سنٛکھیپت جیوٕن چرِتر)

اننت ناگ کوٚ کرناگ سڑکہِ پیٹھ چھ ہانگل گونڈ اکھ شوٗبہ دار گام ہنٛ اکھ۔ ییٚتہِ کشیر ہنٛدی پرسدھ سنٛت کوٚی میرزہ کاک صاحبن زٕنٛم دآرِتھ پیٚنٛ پریارتھ اند واتہِ نوومُت چھُہ نہ اسہِ کیٚت پیٚنٛ ہوٚ لُل امرِتھ واکھن ہنٛدِس روٗپس اَندر ہِچھ کُنہ تھوومُت۔ اَتہ چھُہ پرٛتھ وری یہِ زیٚٹھ گٹہٕ پیٚچھِ دوٚہ یہِ ندہ بھارِ دِوے لگان۔ یوٚت سایہ بٔڈ شردھاوان بھگت یوان چھہ۔ اَتہِ ہانگل گونڈہِ چھہ کھووُری کِنہِ منز اکھ گام ۲½ کلومیٹر دوٗر ناگم یوان۔ ناگم چھہ بھاگیرتھی گنگا برٛنگی ہنٛدِس کھووُرِس بٔٹھِس پیٚٹھ تہٕ دٔچھنِس بٔٹھِس پیٚٹھ برنگ علاقک بوڈ بھارہِ گام صوٗف۔ ییٚمیک پرٛاچین ناو سُفتاشالی اوسمُت چھُہ۔ اَتھ چھ صوٗف شالی اَمی کِنہ ناو۔ اَتی اوس پنڈت ٹھاکر کول سیٹھاہ ناو دار پُرش۔ اَمی سُنٛدی اکھ سنٛتان چھ پنڈت گوپی ناتھ کول ژرتر زونہٕ پچھ پاںٛژم دہٕ ازٕ برونہہ ۹۱ اکنمنتھ ورِی زٕنمس آمُت۔ سپت رِشی

٥ ۔ شنکرلال :۔ رامہ ژٔلدرُن ۔ سرینگر ۔

رامہٕ نوم ۔ ژٕتہٕ ٹرٛانٛہٕ چھہٕ نوم ۔

٦ ۔ شری کرشن :۔ شارِکا بھَون رتن چند ناتھ سرینگر ہٕتہ

سادِ ہٕنزِ گرٛنٛز ۔ زٕمہٕ ستٕم ۔ جنم اشٹمی ۔

(بھادرہٕ گٹہٕ پچھہٕ اٹھم)

٧ ۔ روپہ بھوانی :۔ وہدمر ۔ نوٕکدل ۔ سرینگر ۔

١ ۔ زٕنم دۄہ :۔ زیٹھہٕ ہٕپٔنم ۔

٢ ۔ شرادھ :۔ صاحبن ہٕنز ستم (ماگہٕ گٹہٕ پچھہٕ ستم)

(اسکور ستبل ۔ کامری پچھہٕ ستم

٨ ۔ مبرزہ کاک (کاک صاحب) :۔ ہانگل گونڈ ۔ کوکرناگ ۔

١ ۔ زٕنم دۄہ :۔ پوہہٕ گٹہٕ پچھہٕ پانژم ۔

٢ ۔ شرادھ :۔ زیٹھہٕ گٹہٕ پچھہٕ دہ ے ۔

٩ ۔ پرم ہنس رام کرشن :۔ رام کرشن وولکانند آشرم ۔ شوالیہ سرینگر

١ ۔ زٕنم دۄہ ۔ پھاگنہٕ ژونہٕ پچھہٕ دوہ ۔

# مہاتما گوپی ناتھ کول

(سنکھیپت جیوٗن چرتر)

اننت ناگ کوٚکرناگ سڑکہِ پیٹھ چھ ہانگل گونڈ اکھ شوٗبہ دار گامہٕ
اکھ۔ یتہِ کشیرِ ہندی پرسدھ سنت کوِی مِیرزِ کاک صابن زنم دُیتھ پننیٚ
پربارتھ اند واتہٕ نووٗمُت چھُہ تہٕ اَسہِ کیٚت پنُن موٗل اَمریتھ واکھن ہندِس
روٗپس اَندر یتھ کُن تھووُمُت۔ اَتہ چھُ پرٛتھ وُری یتہِ زیٹھ گٹہٕ بچھہِ دوہ یہِ
دوہ بھارٕ دِوَے لگان۔ یوٚت ساپہ بڈی شردھاوان بھگت یوان چھ۔
اَتھ ہانگل گونڈہٕ چھ کھوٚوِری کنہِ منزٕ اکھ گام ۱½ کلومیٹر دوٗر ناگم یوان۔ ناگم
چھ بھاگیرتھی گنگا برنگی ہندِس کھوٚرِس بٹھس پیٹھ تہٕ دچھنس بٹھس
پیٹھ برنگ علاقک بوڈ بھارٕ گام صوٗف۔ یمیک پراچین ناو سُفتاشالی اوسمُت
چھُ۔ اَتھ چھ صوٗف شالی آمی کنہِ ناو۔ اتھ اوس پنڈت ٹھاکور کول سبٹھا
ناو دار پُرش۔ اُمی سُندے اکھ سنتان چھُ پنڈت گوپی ناتھ کول زتترِ
زوٗنہٕ بچھ پانٛژِم دوٚہ اَز برٛونٛہہ اَکِنمتھ[91] وُرِی زنمس آمُت۔ سپت رِشیو

سموت ۱۹۴۴ تہٕ عیسوی سنہٕ اوسمُت چھُ ۱۸۸۸ سنہ۔

لۄکچارس سیٹھا کٲشٹ ویٚتھرٲوتھ میٹرکس تام وِدیا پرٲپت کٔرمٕژ۔ تمہ پتہٕ کیٚنژَس کالَس سرکٲری نوکری (ماسٹری) کٔرِتھ تہٕ آوٕمژ تہٕ دُکانداری کرٕنی ہیٚژمٕژ۔ یوسہٕ کام تمو وٕری وادن یکہٕ نادٕ تہٕ پرٕ پارٕ تھک کیٚنٕ دِنٕ۔ ہیوٚن تہٕ دِیُن تہٕ پننہٕ نٕس کارَس حساب تہٕ ہی کھاتہٕ تھوٚوُتھ پانس کیٚت سیٹھاہ زینتھ تھو۔ پرِ پارتھس اندر تھزر پرٲوتھ روٗدیمٕ سیٹھاہ تَنٕ شانت یوٚدوٕے لُکہ دیار ہٕندی تہٕ روپیہ دیارہٕ ہٕندی پاٹھی تمن ووت گرَس اندر پننہٕ نیٚن ہٕند دُسو سیٹھا کٲشٹ۔ یم آسی وَنان زِ بطکہٕ ہٕندی پاٹھی گرٕژھ پونی پیٚتھکُن تراوِتھ برٛونٛھ پکُن۔ تہٕ یتھے پاٹھی روٗدی یم ژُوک موٚدُر ژالان تہٕ برٛونٛہہ پکان۔ امو سنز کرپا تہٕ دیا چھہ آگرندین آسمٕژ ہیندو ورٲے آسی واریاہ مُسلمان تہٕ یمن نش یتھ پننہٕ ہر کیٚنھ بادان تہٕ واریاہ کینہہ ہیتھ گژھان۔ میٚے چھُ ہٕہند جیون چرِتر جلدے چھپاونُک پروگرام ہنو ورت۔ یَنہٕ زِندگی ہٕندی پتم ستھ آٹھ وٕری گذاری یمو پننہٕ نس منزی مس پوٚتھرَس سروانندس (شُشُش تہٕ پیدیمی) یمٕ کٔشیرِ نیبر سُجان پور، جالندھر پانی پت، کوروکھیترس بیترِ اندر تہٕ شریہٕ ژُوکھ ۱۷ جنوری سنہ ۱۹۵۳ء شُکرِوارِ دوہ۔ پرٲتا کالَس سارٕ ژرٕ نیہ بجہ پانی پت کوروکھیترس اندر

یتھ دھرم بھومی وَنان چھ تہ اَمہ وِزِ اوس یہند شش یہ داس پریمی تہ میون اردِ شریہ وِدنا یمن نِش تہ بیبہ اَکھ زِ ہیتر تر بَس - یم گیہ اَسہ آہی کران تہ شاید چھ سو یہ آہی اَسہ وُنی کین بروٗنٹھی یوان - تہ روز بروٗنٹھ کُن تہ پنٕنی دَیا کران۔ اَتھ روٗٹ کران تہ کارس تارِ دِوان۔

یہ کَتھ چھ ہیتہ نَس وَنٕنی میٚے ضروٗری باسان زِ یُس پراچین سُفتا شا لبشور مندر صوفہ اوسمُت چھ، تمکی زِ بدِہیتھ کینہ موٗرتی تہ شولنگ چھ میانی پتاجی نے اَکِس لوکِٹس مندرس اندر کرمژ - یہ مندر چھ تموٚ پنٕنہ اردھانگنی کینہ روپیہ ہیتھ اَز بروٗنٹھ پنژاہ وری ہنووُمت۔

گورِچھم ڈکھس ییتھ کوٚت ژلِس
بروٗنہہ کنہ نظراہ کرِس نا
پرِس پرِس لولاہ برِس
تارس تارس ترِس نا (پریمی)

داس:-
سروانند کول پریمی کاشیری

## مِیانٛئ واکھ

(اکھ)

مےٚ کیاہ پٔنُن سوٗرُے چون
پٔنُن مےٚ چھا پانَس کینٛہہ
یہِ کینٛہہ لالہِ نوٚو یا پرُون
ژیٚنی چھےٚ اَرپَن چونُے چون

(دیٖنہ مِی)



## وٲکھ

(زٕ)

کَنہٕ پیٚچھٕ گوٗرُم پانے رٲمہٕ
دَامہٕ دَامہٕ اَمرِیتھ چوم
اَنہٕ تام دوہ ہے پیٚی ژھانٛجامہٕ
"رامہٕ رامہٕ ربہٕ پٔرِتھ جیٖ"

(پیٚیچا)

---

## وٲکھ

(ترجمہ)

پٔرِیمی کَرٲن رامس رامہٕ
دامس دامس دِتُم دام
ووٗنی چھُم مستی لولِچ شامہٕ
ہی شٔرِی رامہٕ وہنے لوٗز

(پیٚیچا)

---

# پریمی کاشیری سنز وِنیک تام چھپے مژ کِتابہ:-

۱۔ کلام پریمی کاشری باتھ

۲۔ پیام پریمی ( ” )

۳۔ روُد جرِ ( ” )

۴۔ اوُش تہ ووُش ( ” )

۵۔ شریمد بھاگوت گیتا (کوشر منظوم ترجمہ) گوڈنیک حِصہ۔

۶۔ شریمد بھگوت گیتا ( ” ” ) دوُیم حِصہ۔

۷۔ روپہ بھوانی سوانخمری (اردو)

۸۔ مہزر کاک سوانخمری (اردو)

۹۔ واکھ مہزر کاک (اردو، کاشُر)

۱۰۔ تاج تاج محلس پیٹھ اکھ زیٹھ نظم۔ (کاشُر۔)

---

۱۱۔ گیتانجلی :۔ گورودیو ٹیگورسٕنٛز مشہوٗر عالم گیتانجلی۔ ہُندکوشُر نثری ترجمہٕ ۔ یہٕ کتاب چھےٚ ریاستی محکمہٕ تعلیمن تعلیمی ادارن ہنٛزٕ وَ لائیبریریو خاطرٕ منظوٗر کرمٕژ۔

۱۲۔ ہجوٗر :۔ آل انڈیا سیمینار فار کٲشیری پٹیالہ (پنجاب) اندر میانہٕ پرنہٕ آمتہٕ "ہجوٗر تہٕ کٲشر زبان" پیپرک کتابی روٗپ۔ یہٕ سیمینار اوس مرکزی سرکارکہٕ محکمہٕ تعلیمہٕ تہٕ ناردرن ریجنل لینگوتج سنٹر پٹیالہ ہُن ۱۵۔۱۷ فروری ۱۹۷۹ء منعقد کورمت۔

۱۳۔ یہٕ گھکتی کوسمٕ ۔ کٲشرِ لیلایہٕ ہنٛز سوٗمبرن۔



پرمہ گمی کاشیری ہیشنز پر پسس منز کتابہ :-

۱- ٹیرس آف لو اینڈ جاے (انگریزی)

TEARS of LOVE AND JOY (English)

۲- مای ہولی فادر (انگریزی)

MY HOLY FATHER (English)

۳- سپیرچول ڈوزز (انگریزی)

SPIRITUAL DOSES (English)

۴- روپا بھوانی (ہندی)

ROOPA BHAWANI (HINDI)

۵- مرزہ کاک (ہندی)

MERZA KAK (HINDI)

۶- بھکتی کسُم (ہندی)

BAKHTI KUSUM (HINDI)





"पद्म पत्रं इवांभसः"

پدم پترم اوامبسا

( بھگوت گیتا )